اگست سنہ ۱۹۶۹ء

# فہرِس

# کٲشُر ادب




انتظامی مشیر: ایاز رسول
بلال احمد
حسرت گڈہ

ایڈیٹر:- غلام رسول سنتوش

قیمت:- ۶۰ پونسہ - سالانہ ۶ روپیہ

# نوِ سرٕ

کاشُر ادب روٗد واریاہس کالس بند، امکۍ وجوہات چھ واریاہ یِمن پھیوٗرِ نہٕ سپنہٕ واریاہن ناخوشگوار کتھن وُتش لگہٕ۔ وۅنۍ کوٗر اسہٕ یہ رسالہٕ نوِ سرٕ جاری۔ امیُک مدعا تہٕ مقصد چھُ کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبچ خدمت کرٕنۍ۔ اتھ کامہِ منز چھُ پرن وألیٚن اتھ روٚٹ کرُن فرض۔ اسہٕ چھیہٕ وۅمید زِ پرن وألۍ تہٕ لیکھن وألۍ دوست روزن اسہٕ پرانۍ پاٹھۍ مدد کران۔ کاشُر ادب بند گژھنہٕ سیٖتۍ یوٚدوے کیٚنہہ وقتہٕ دُشواری آیہٕ، واریاہ رنگہٕ نقصان گو۔ مگر سائنس تجربس منز گوٚو ہُریر تہٕ یہ رسالہٕ ترتیب دِنس آیہٕ اسہٕ دِتھ۔

---

"سمن بل"۔ وۅلنہٕ ہتھ چھُ بنڈٕ پورہٕ کیٚو دوستو "سمن بل" ناوُک کتابی سلسلہ شایع کوٚرمُت۔ گوڈنیُک پرچہ درٕوت۔ اتھ منز چھِ افسانہٕ، مضمون، غزلہٕ، تہٕ نظمہٕ۔ یہ انتخاب چھُ پرنہٕ لحاظہٕ معیاری۔ تہٕ پرنہٕ کانہہ اچھر چھُ ازکہٕ دورچ ڈگ۔ ازکس افسانس منز بے قراری تہٕ سیمابی آرٕ سرن ہنزِ ترجمانی کران۔ رشید نازکی سُند یہ مضمون "یانمرہ سوال کُن جواب" چھُ لاتیداد سوال پادٕ کران۔ یہ مضمون چھُ سوٚنچنہٕ ژٕ داوت دِوان۔ اسۍ چھِ "سمن بل" کِس یارن خیر مقدم کران تہٕ وۅلہٕ بتھس پیٹھ سمن جاے تہٕ ارنس پیٹھ تہنزِ خوش مذاقی داد دِوان۔

"آتش"۔ شفیع شوق، تہٕ گلشن مجید چھِ زٕ وۅتھوٚنۍ فن کار۔ یِمو چھُ امنت ناگہٕ پیٹھٕ اکھ کتابی سلسلہ شورو کوٚرمُت (آتش ناوک) یہ چھیہٕ اکھ شاندار تہٕ جاندار کوٗشش امہندی یرادٕ چھِ موصوم۔ خداہ بوزِن موصوفن روٚزِ زِنٕ۔

(ادارٕ)

اوتار کشن رہبر

# کِردار نگٲری تہٕ اَدب

غزل ریچھہِ رٔچھہِ سوخن بارٕنٕ چھہ دآلنٕج نینو سٕنز رادٕنٕ

نظرگژھ بے پناہ آسٕنہٕ دِلس گژھہ پیچ و تاب آسٕن

یہ شار چھُنہٕ خٲلِص اَکِس غزل لیکھن۔ وٕنِس شٲیرَس پیٹھٕ چسپان سپدان۔ بلکہ پزٕ پٲٹھۍ اَکِس فن کارَس پیٹھٕ تِتھٕ گٔژھ اَکِس نفس گوڈٕ بٕران آسنہٕ فن چھُ اَکھ لوٗزِک چیز۔ اَمہِ عمل چھُ سیٹھاہ لوٗزِک تہٕ مُشکل۔ اَکھ ادیب یا شاعر کیتھٕ پٲٹھۍ چھُ اَکِس اَدب پارَس زِندٕ بخشان۔ سُہ کیتھٕ پٲٹھۍ چھُ چیزن ہِنز حقیقت مُتاثر سپدان۔ سُہ کیتھٕ پٲٹھۍ چھُ اَکِس خیالس، اَکِس خاص واقعس نٔنِک جامہ دِوان۔ یہ کیتھٕ پٲٹھۍ چھُ اَندری اَندری تِمن ثاف دِوان، بُت گران تہٕ تِمن اِستادہ کران۔ یہ سورُے دِیُن نادن چھُ سیٹھاہ مُشکل تہٕ سیٹھاہ نامناسِب۔ کتھ چھہ یہ زِ کردار نگٲری (Characterisation) چھہ اَکھ لوٗزِک عمل اَندر اَکھ لوٗزِک چیز بیٚیہ ضرورٔ رتھ

تِمن اَدب پارَن سیٹھاہ زیادٕ چھُ یِمن اَندر کِردار پٔنُن وُجُود یا بساوان چھہ۔ کِتھۍ اَدبی چیز یعنی ڈراما، ناول، مثنوی، تہٕ رزمیہ شاعری بیترِ ہیکن نہٕ اَمہِ بغٲر شٔہجہِ لَبِتھ

کِردار نگٲری کتھ چھہ وَنان؛ اَکِس اَدب پارَس اَندر کیتھٕ پٲٹھۍ چھہ کردار قدم تھاوان یہ تِرہ بیتھ پٲٹھۍ نکیرہ۔ کانٛہہ قِصہٕ، کہانی، ڈراما یا ناول نی تون۔ یہ ہیکون زِرہ ہُنا بوڈ شوڈ کرِتھ دۄن حِصَن اَندر باگرِتھ۔ اَکھ گوٚ لُب لُباب مرکزی احساس۔ خیال، واقعہ (situation) دوٚیم گیہ تِم نفر یِم یِہ واقعہ وَنان چھہ۔ یِم یہ لُب لُباب یا مرکزی احساس پیش کران چھہ۔ یا دوٚیمین لفظن اَندر یِم نفر اَتھ خاص واقعس اَندر ہیٚنہ آمتۍ چھہ۔ یِمنے نفرن چھہ وَنان کِردار

پَتھ تَتھ علہٕ تہٕ دَرتادس یمہٕ ستۍ ییم اَکِس
فن پارس اندر رُدح لبان چھ تہٕ تَتھ چھ دنان
کردار نگاری (Characterisation)
اَتھ کِتھ نیرہ پتھ پاٹھۍ فٹ۔ سانٛ اکھ شنوی
چھ "اَکہ نندُن" یوٚہ سہٕ مُلہ تلہٕ سانٛ اکھ پرانٛ
لُوکہٕ کتھ چھ۔ اَمِہ کِس حقیقی یا غار حقیقی آسنس
پیٹھ کانٛہہ صحی رائے قایم کرنٛ چھنہٕ میٚون مقصد
وننٛ گوٚ بیٚلہِ اُسی یہِ ییتھے پاٹھۍ یہٕ کھا ودن
یہِ کتھ چھ نتۍ نیران زِ یہِ چھ اکھ قصہٕ یتھیک
مرکزی ایحساس وننٛ باوَن ہنٛزٕ بے مزہ زندگی
یمن زِ لُرکہٕ آسان چھ۔ یِمِہ اکھ لُرکہٕ رٛچھتھ
کُس اَکس تہٕ محبتھ چھُ اَکِس ماجہ اَمِس
ستۍ پادہٕ سپدان تہٕ چھ اَمیک مقصد یہِ
خاص ایحساس تہٕ ییم انسانی جذبات چھ کینہہ
کِردار پیش کران۔ تم گیہ رام گوپال تہٕ تہٕنٛزٕ آشنہٕ
بجگی تہٕ اکہ نندُن۔

اکھ ادیب یا شاعر چھ یِمن ژُھنِن یمنین
فنی کمالن ہُنٛد اِظہار کردارن ہنٛدِ مدتہٕ ستۍ
ٹھیک پاٹھۍ ہیکان کرِتھ — اکھ ادب پارہ
یتھ اندر کردارن دخل آسان چھ تہٕ یہِ طریقہٕ

وننٛ تلان۔ باسنے چھ اکھ شاعر اکھ خاص خیال
پنٕنِس فنس اندر پیش کرُن یژھان۔ سہٕ چھ اکھ
معاملہٕ اکھ مسلہٕ (Problem) پیش کرُن یژھان
سہٕ چھ اَتھ معاملس تہٕ اَتھ ستۍ والبستہٕ خیالس
نظرِ تھاوِتھ کینٛہہ کردار کران، ییم زن اَتھ اندر
نِٹ گژھان چھ۔ فنکار چھ یِتھ پاٹھۍ اکھ
لوٚڈ ژُنٛی یاہ لباداں تہٕ پنٕنہٕ فنچ نمائش کران
باسنے چھ کینٛہہ کِردار، کینٛہہ انسانہٕ پننہٕ
عجیب تہٕ غار معمولی فطرتھ تھاونہٕ کنۍ ادیب یا
شاعرہٕ سندِس ذہنس اندر جائے رٹان۔ سہٕ چھ
اکھ قصہٕ اِہندِس طبیعتس نظرِ تھاوِتھ گران
تہٕ سہٕ چھ پننہٕ فنہٕ ستۍ یمن کردارن ستۍ باقیٚو
تہٕ زان کران۔ یِتھ پاٹھۍ چھ سہٕ پننین کردارن
ہنٛزٕ شخصیت ظاہر کرنس اندر کامیاب سپدان
ییم زن شاعر یا ادیب پانہٕ وننس اَدنٛت
آسان چھ۔ تیٚیم طریقہٕ چھ یہِ زِ باسنے چھ واقعہ
تہٕ کردار یکہ دِٹھ نظرِ گژھان۔ ذہنس اندر جاے

شِپرتھ یمن فنی ساچھن اندر ژرادان یمن ترلیشوٚنی
طریقن اندر چھ سہٕ چیز یتھ فلسفس ... اندر

The Law of association

ہنٛز عمل دنان چھ ، بڈٕ مدد دِوان ۔ یہِ عمل چھ نتی
عملہٕ اندر سیٹھاہ معولہ دُن پاسے تھاوان ۔ اکھ فن
پارٕ ہیکہِ نہٕ امہِ رٕوٚس دۄ تلتھے ۔ امیُک مطلب چھُ
یہِ زِ یِلہِ اسی کانٛہہ چیز سوچان چھ ۔ اکھ خیال چھُ
پِوان ۔ پتہ چھُ خیالن ہنٛد اکھ زِلؠوٗٹھ سلسلہٕ شروع
گژھان ۔ یم گوڈنکِس خیالس سیٹھ کُنہِ نتہ کُنہِ
طریقہٕ واٹھ تھاوان چھِ ۔ گہے چھُ یِمن خیالن
سیتۍ سیتۍ وٕتن والہِ تہٕ بوزن والہِ پننۍ شخصیت
تہٕ ماحول ہینٛھ برٛونٛہہ کُن پِوان ۔ یِمو طریقو
منٛزٕ پتہ پاٹھۍ تتہ پاٹھۍ کرٕ داری نگاری ادب
پارن اندر جاسے لبان چھ ۔ یہِ چھُ اخرس مُشکل
وُنِن زِ اکِہ ادیبن کُس طریقہ چھُ کامہِ اونمُت
امیُک جواب ہیکہِ صرف سُہ فن کارے دِتھ یمۍ تتھ
فن پارس زٕ وُجود یِنمُت آسہِ ۔ بیتہ شہ پارس اندر
کردار الگ تہٕ تہنٛز بول چال تہٕ قصہٕ الگ باسہ
تتھ چھُ سیٹھہ ویرآمُت ۔ فن پارٕ بناونس اندر چھُ
ادیب یا شاعر ناکام سپدمُت

ادبس اندر چھ کردار نگاری ہنٛز ضرورت رتھ
سیٹھاہ زیادٕ ۔ کیاَزِ کردارن ہنٛد واٹھ چھُ انسانی
زندگی تہٕ انسانی ذہنس سیتۍ آسان ۔ انسانہٕ سنٛز
شخصیت تہٕ ہنٛد ذہن تہٕ تہنٛز ذہنی کشمکش ویژھہ
ناوُنہٕ خاطرٕ چھُ ادبس اندر کردار نگاری سپدان
اکِس سیاستدانس تہٕ اکِس ادیبس اندر چھ
دار یاہ فرق ۔ اکھ خاص فرق چھ یہِ زِ سیاست دان
چھُ برونٛٹھ کنہِ پتہ پنُن مُدعا ظاہر کران ۔ سُہ چھُ
پانہٕ سٹیجس کھسِتھ حالات ظاہر کران ۔ دکھ ادیب
تہِ چھُ ہیمے کتھہٕ ویژھہ ناوان مگر وُنکِس اندازس
اندر چھ فرق ۔ ادیب چھُ سورُے سامانہٕ تیار کران
سٹیج بناوان ، پرٛتھ کیٛنہہ چیز اوتَن واتہٕ ناوان
پرٛتھ کینہہ چیز ہاوتھ تہِ دبٕزہ ناوِتھ تہٕ بیدوٗن
باسان ۔ - - - - - - - ۔ تتھ پاٹھۍ روزان
زن نہٕ تس چھُ اتھ سیتۍ واٹھے کانٛہہ ۔ مثالے
مہجورنۍ اکھ نظم چھ "گُل لالس" کُن ۔ یِمہ کتھ شاعر
اتھ اندر وَنان چھُ تِمہ کتھ آسہ سانۍ سیاستدان تہٕ
تِمہ وَکھتہ وَنان ، مگر وَننس تہٕ وَننس اندر چھ
فرق ۔ شاعرس چھُنہٕ یتھہ پاٹھۍ امہِ سیتۍ کانٛہہ واٹھ
سُہ چھُ ، گُل لالس ، سیتۍ کتھ کران ۔ تس پرزان ۔

ـــ نتہِ تہِ چھا کنٹرول انتظام گول مول
نتہِ تہِ چھا چور بازار

تمتہٕ بہٕ چھا رایہ رایہ کھِین چِین بٲگران

تمتہٕ نہٕ چھا پتھی خاندار

یِتھ پاٹھۍ چھُنہ یتھ نظمہ اندر کردارن ہُندِ کِنہی دخل۔ وونۍ گوو بیٚیلہ اُسو سۭنزٕ وُچھو گُلالہ سِنز عشق یتھ چھ اُکِس کردارہ ہنز۔ یہ چھ بدٲتی یوٚہے کرِ دارِس ییٚتو سادہ عوام چھ۔ اتھ اندر چھُ علامتی symbolic رنگ موجود۔ اتھ اندر چھُ اشاریت اشاریت چھ کردار نگاری ہنز اکھ خاص ترانده کتھ پرانین دلیلن تہٕ قصن اندر چھ اسہِ اکھ پوخته معلومات میلان یِمن منز کوکر، گگر، کاو، طوطہ، ذرِ یاو پہاڑ، ہوا، نار، کدل، جانہ وار بیترٕ چھا اسہِ انسانی ہندِ پاٹھۍ سے چان۔ تم چھ اسہ انسانی ہندِ پاٹھۍ عادتن۔ ودان بہان تہٕ غفلت نیاین تہٕ کھرن اندرو لہٕ آسیہ آسان۔ او کر چھ انقلاب انان۔ گگر چھ ہیتو دیتھ مسلن پامال کرِ ہیتی آسان۔ کاو چھ عشقس منز گرفتار سپدان۔ یِتھ پاٹھۍ پتھرِ سو ... [illegible] ... چھ یِہ زہ پھیہ چھ ... [illegible] ... انسانی ہنزکو ... [illegible] ... انسان یِم چھ بطورِ علامت ... [illegible] ... کام کران ... [illegible] ... خاص ... چھ یِہ زہ یہ آدم ... [illegible]

انسانی فطرت چھ سیٹھاہ عجیب۔ یوٚدوے کانہہ کتھ وِزِس پانہ سیت کرو ہٹہٕ بو نیٚبہ چھس نہٕ دُسان۔ اتھ برخلاف ہرگاہ ییٚہے کتھ وُلِتھ ونو ہمِس کُن، ہیمِس کُن لاگِتھ دِزِس یکدم چھس اثر گران۔ امی کمزوری نِشہ یِژھ کردار نگاری فایدٕ یِژھ کردار نگاری چھ تنقیدی وقتن اندر تہٕ زیادٕ شاہ لبان بیلہ ادیبس یا فنکارس پننِ زبٲنۍ چندٕ آسہ کھُلہ نیٚہ وانہ کتھ کرنس آسہ نہٕ وار۔ تمثیلہ وجہ چھ اتھ اندر چھُ اکھ پنُن حُسن یِمہ سیتی فنس چاش ہُران چھ تہٕ مول کھسان چھُ۔ ساینس کاشرِس ادبس اندر آیہ وُنہٕ گیِٚتھ ادو پیرانہٕ لیکھنہٕ، یِمن اندر یِژھ کردار نگاری کرنہٕ آیہ چھ بہار، لومبور، یِمبرزل، ہُرُد، راتہ موگل۔ یِم چھ پموکر اسہ انسانی ہنز ترجمٲنی۔

امہِ کردار نگٲری ہُند بیاکھ روپ چھُ سہ بیٚیلہ جن، پری، دیو، ڈٲن بطورِ کردار پیش یِہ کردار نگٲری آسن پرانِس وقتس اندر عام پاٹھۍ سپدان۔ امیک وجہ چھُنہ یِہ تہٕ دُنیا یاہ کہ ادبک کُن چھُ لُکہِ ادب یتھ اندر یِمو کردار اسو میلان۔ بلکہ امیک وجہ چھ یِہ تہٕ اکھ آسہ بدونہٕ

جود، مأتھر تأ وبزہ رچھ جن، پریَن اندر زیادہ یقین تھاوان۔ یمٚن چھنہٕ یہ کتھ دنیہ بے شوٗب باسان زِ سائنس لوکہٕ ادبس اندر چھ وارِیاہ پوشہٕ وٕنی تہٕ ابدی کردار پادہ سپدہ متی۔ یم گیہ ہیٚ مال مأگرلے، شبرنگ، اکہ نندن، بوہ دیہ بروٗر، سہ دہ بروٗر، مسکین بڈ دغا رہ۔ بییہ کینٚہہ یتھی کردار super natural elements یمٚن نہ یمہ دنیا کہ کردار ہیکو دٔنیتھ تہٕ یمٚن سیتی اَسہ پننیہ لوکہ ادبہٕ سیتی زان سپدان چھ۔ تم چھ برم برم چوک، یچھ اِ حالے دوف، پاہنکی در، فرِستہ دِگنہ، ڈاہنہ، رانٹس، یال مُشران

کردار نگأری چھ ادبس اندر اکھ خاص بحر تھاوان یتھ یہ اکِس فن کارہ سِنزہ دِسرِ اکِس خاص کماس بیٹھ داتان چھ کینٚہہ کردار چھ تِمو پادہ گژھان یمٚن پوشہ دِفہ تہٕ زندہ کردار چھ دنان یمٚن کردارن ہُنر گزند چھ انگریزی تہٕ مغربی ادبس اندر سیٹھاہ زیادہ میلان۔ سائنس کأشرِس ادبس اندر چھ وُنہ یمٚن کردارن ہُنر پرہ گی تہٕ پاژے کیاہ زِ یم کردار چھ زیادہ تر ناولن، مسلسل قصن ڈراماہن، رزمیہ نظمن یا دوٚیمین بجن نظمن اندر پادہ سپدان تہٕ یمہ چھ فنی ادبچ تمہ زاتِ ہنز گمی سائنس ادبس اندر برابر دُچھنس منز، برابر یوان چھ سائنین مثنوین اندر چھ کردار نگأری سیٹھاہ کمزور تہٕ ہرگاہ ہے سانیو شاعیرو فارسی ادبہٕ سیتی وارِیاہ کینٚہہ حاصل کوٚر مگر کانہہ ہیٚو کنہ تِتھی کردار پادہ کرِتھ یتھ رُستم یا سہراب چھ۔ سانین مثنوین ہندی کردار چھ میٚنزرہ ہوٚنی۔ یور کُن حالات یا واقعات یا شاعیر پھیرِ وان چُھکھ تور کُن چھ پھیران۔ گُل ریز (لیہ سہ سأنی موتبر مثنوی چھ) تمہ کین کردارن مثلن نوش لب، عجیب ملک، معصوم شاہ، نازنین منز چھینو کانہہ خاص جدت باسان۔ ڈراماگریس سِندگرہ بھنہ ہرٚ پیٹھ چھ سائنس ادبس اندر حقیقت نگأری ہُنر ترٲے شوٗر دع گژھان۔ سانین افسانن، ڈراماہن ریڈیائی ڈراماہن، مانولاگن اندر چھ کردار نگأری ہُنز اکھ جان صوٗرتھ میلان۔ یم کردار چھ صاف پأٹھۍ اُسی انسان، سأنی مسلہ چھ یمٚن اندر پیش کرنہٕ آمتۍ تہٕ یم کردار چھ حقیقت پسندی ہندس وطیرس منز پھاپھلان نہٕ کانہہ کڈان۔ کردار چھ عام پأٹھۍ ترٚین قسمن ہندی آسان۔ اکھ گیہ تم یم نہ نِہنِہ بدلان چھ۔ گوڈس اندر یتھ پأٹھۍ یوان چھ تتھے پأٹھۍ

چھُ ختمس تانی روزان۔ زمانہٕ بدلہٕ، دُنیاہ بدلہٕ مگر تِم روزن تِتھی۔ دوٚیِم گیہٕ تِم کردارِ یِم پزِ یتھ وزہ بدلان چھِ تہٕ پنُن رنگ بدلاوان چھِ۔ ترٚیِم گیہٕ تِم گوڈہٕ پیٹھٕ آخرس تام چھِ تِتھی باسان زِ یِم بدلن نہٕ زانہہ، مگر یکدم چھُ کُنہٕ غیر معمولی حادثہٕ یا طوٗفانہٕ سیتی بدلان۔ یِم ساری کردار چھِ سانِس یِمَن فن پارَن اندر نظرِ یوان۔ یِمَن اندر چھِ یتھی کردار تہٕ یِم یہ ہاو تھ دِوان چھِ زِ اکھ نیک کردار کیتھ پاٹھۍ چھُ بد ذات بنان یا اکھ بدماش کیتھ پاٹھۍ چھُ فرِشتہٕ صفت انسان بنان، ماحول کم اثرات چھِ کردارَن ہندہ شخصیژ پیٹھ تراوان، کاشرِ افسانہٕ تہٕ کاشرِ ریڈیو ڈراماتہٕ ہیٚنِہ چیز پرِتھ چھُ یہ صاف نَنان زِ سانین کردارن اندر چھِ اوٚ ہندو وقتن تہٕ پھانپھلن۔ اوٚ ہند اضطراب ٹھیک پاٹھۍ ظاہر سپدان۔

کردارَن ہندہ وو تلنک تہٕ پھانپھلنک ____ مانہِ مطلب چھُ یہ زِ یتھ اَدیب پارس اندر کردارَن ہُند دۄلی آسہ کردار گژھن واقعس یا قصس سیتی وۄتلان تہٕ پھانپھلان۔ تِہندِ کُنہہ حرکتھ گژھِ نہٕ پزن

واُلِس پیٚ یوتہِ باسنہٕ۔ پَزن وول چھُ نہٕ سوِئے دُچھنہٕ خاطرہ تیار گژھان یہِ یِمَن کردارن دُچھن پتھِ یتھ اندر یِم کردار ہیٚنہ آمتی آسن۔ کردارن ہِندہ اضطرابک (Charactor in crisis) مطلب چھُ یہ زِ واقہ چھِ پھاٗلان پھاٗلان اکِس تتھ مُقامس پیٹھ واتان یتین کردارن ہنٛز کشمکش چھِ شوٗروٗع سپدان۔ یہ کشمکش یا اضطراب چھُ اکہِ کنتھِ کنہٕ۔ ظاہر سپدان زِ کردارن چھُنہ اکھ مالہٕ اثر راونہٕ خاطرہ یتھ اندر تِم ہیٚنہ آمتی آسن یا تہٕ نہٕ کُنہہ دَتھ نظرِ یوان۔ نتہٕ داریاہ تہٕ کِردارِ چھنہٕ سوٗچتھ ہیکان کہٕ سہ اکھ دَتھ روزہ صحت مند۔

ریڈیائی ڈراماہن، فنن، ناولاگن یا مختصر نظمَن ہُند راد (کنولیس) چھُ لوکٹ چھُ آسان اَتھ اندر چھنہٕ تِم کِردار پاُدہٕ گژھان یِمَن ادبی کردار یا 'زندہ کردار' چھِ وَنان یِم کِردار چھِ مُسلسل قِصن، بڈین ڈراماہن، ناولن تہٕ بجین نظمَن اندر پاُدہٕ سپدان۔ سٹیج کی آسنہٕ سببہٕ چھُ دَنہٕ سون ڈراما یتھ۔ ناولہٕ ڈرامہٕ دُنیکھ تام صرف ترٚیہ باز بس منز۔ اکِہ نوِہ چیزچ بنٛیاد تراونہٕ سببہٕ گیہٕ یِمَن ناوِلن

اندر داریاہ خاصی روزہ مگر اِہندی کینٛہہ کردار چھِ
داریاہ بُرونٛہہ باسان ۔ ہیم گژھ لطیفؔ، شامؔ جیؠ، فاطمہ
شمہ صاب تہٕ عبدالغنی بیترِ ۔ یِتھِن چھِنہٕ یِمَن
کِرداران پیٹھ زیادہ بحث جایِز ونہٕ گو وُنہ چھ
تِمَن کِرداران ہِنٛز باڑے سائنس ادبس اندر یم گژھ
خاص دورس پیش کران ۔ یم گژھ خاص طبقٕچ یا جماژ
مخصوص معاشرتچ ترجمانی کرن یا گژھ خاص انسانی
شخصیژ ہند احساس بیدار کرن ۔ شیکسپیرٕنۍ گژھ
ادبی کردار یعنی ایاگو، ہیملٹ، ردمیو، جولیٹ
یا مک تہٕ بائم سِنٛز ہُنٛز بیتھ ہیکہ سے زانیتھ ہیم تِمو
پرٛمتِو آسن ۔ ہیم چھ تیم لۆکہ یم پرٛیتھ زمانس
اندر زِندٕ روزان ۔ یِتھے پاٹھۍ گالزوردی سُند
خالڈر، سم ہادی، شیم، کالی داسنٕز شکنتلا، پریم
چندن ہوری ۔ یِتھو کردار چھُ وُنہٕ سون
ادب خالی ۔

ونہٕ گو پتھ لوکُٹ موکُٹ دُنیاہ نظرِ
تھاوِتھ اَسہِ ادب سانیو کاشریو ادیبو ۱۹۴۷ پیٹھ
ازتام لیوو اتھ اندر چھُ اکھ ادبی کردار نامت
مُہ گوپٕٹھ بجان نچان ۔ سیٚ آہ چھا پٔزی پاٹھۍ
کانٛہہ انسان ؟ یہ چھا پٔزی پاٹھۍ کانٛہہ شخصیت ؟

سُہ چھُنہٕ کیتھ ۔ پَزر چھُ یہ اَہنز فطرت چھ سو تخلیق
کرنہٕ آمژ یہ چھ اَسہ تِژھ باسان زن تہٕ یہ اَسی
سیتۍ روزان چھ ۔ یہ چھنہٕ ضۆرۆری زِ ادبی کِردار
گژھن تِتھۍ آسن یِتھۍ اَسی آسو ۔ مگر چھُ تِتھۍ
درجہٕ قایم کران زِ اَہنزِ بناوٹی حرکتہٕ وُچھتھ
تہٕ چھُ یہ اَسہ دِماغَس پیٹھ نقش سپدان تہٕ دِلَس
مُتاثر کران ۔ مگر، چھُ سون، نوجی، لسہ اوردۍ
ادبس اندر سرشارَن پادٕ کۆر ۔ یہ چھُ کوشُر ڈان
کوئکزد ۔ یہ چھ اکھ نٕو انسان، لسہ کوشُر چھُ
لُس اَسہ پننِس اَکِس نوِس دُنیاہس اندر سال
کرٕ نادان چھُ ۔ اَمس اندر چھ بناوٹ تہٕ ۔ مگر یہ
بناوٹ چھ اَہنزِ فِطرژ تل گژھان ۔ اَمس اندر
چھ سانِہ اَزکہ کین انسانن ہنٛدی اوصاف تہٕ،
سانِہ اَزکہ کین مجاعن ہنٛدی فیل نظرِ یوان ۔ یہ چھ
سانہِ معاشرتی ہِنٛز ترجمانی اَکِس خاص مبالغہ آمیز
اندازس اندر تہٕ کران، یِتھِن اَمس مجامَس پیٹھ زیادہ
وَنَنس چھنہٕ گنجایِش ۔ وَنُن چھُ یہ زِ سون ادب
چھُ از تیزی سان برونٛہہ پکان ۔ ساٗنۍ ادیب تہٕ شاعر
چھ نوۍ تجربہٕ کران تہٕ نوِ وَتہٕ ژھاران تہٕ سُہ دوہ
چھُنہٕ دور یلہٕ سائنس ادبس اندر کِردارن ہنٛد ہجوم پادٕ سپدِ ۔

محترم ایڈیٹر کأشُر ادب!

تٔہندِس 'کأشُر ادب' مارچ ۱۹۶۷ء

رسالس منز چھُ اَمین کامل صأبٔن اَکھ مُراسلہ چھاپ سپدمت۔ اَتھ منز چھُ کأمِل صأبن پننس تتھ تازہ غزلس مُتعلق یُس اَمِہ بروٚنٹھِمِس شُمارس منز زِ پر ردیف 'میہ کیاہ' چھاپ سپدمت چھُ پیٚتھ پأٹھۍ ووٚنمُت ؎

"لوٗزِم راہی صأبَن چھُ تتھ غزلس مُتعلق ووٚنمُت زِ اَتھ چھُ شین مصرن بحر پھُٹان [.....] "میہ آو نہٕ کأمِل صأبُن لفظ 'لوٗزِم' اِستعمال کرُن پسند۔ تہٕ کیازِ اَمہِ لفظہٕ تلہٕ چھُ ظأہر سپدان زِ راہی صأبن چھ یہِ کتھ صرف کأمِل صأبنہٕ غأر حاضری منز لوٗزِم۔ تہٕ یِمَن دوٚن چھنہٕ اَتھ غزلس پیٚٹھ دوٚبدو کانٛہہ کتھ باتھ سپنز مُمکن چھُ زِ راہی صأبن آسہِ یہِ کتھ کأمِل صأبنہٕ غأر حاضری منز تہٕ کرِمٕژ] 1

[ گر اَتھ غزلس پیٚٹھ اُس گوڈہ متعلقہٕ شخصن میانی گھرہ کتھ باتھ سپٕزمٕژ۔ اَتھ کتھ باتھ منز اوس راہی صأبس، کأمِل صأبس تہٕ میہ 2



علاوہ عبدالغنی ندیم تہٕ موجود۔ کتھ سپدِہے مَنی سانہِ حل گَمر کأشرِہ ادبچ بیأنی کأپی اُس اَمی دوہہ شُبٕہس میہ نشِ اَکھ دوستَن پرنہٕ باپت نیمٕژ] میہ اوس اَمِہ کالہٕ تہٕ پنٕنی گرہ کامِل صأبس ووٚنمُت زِ اَتھ غزلس چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ وزن پھُٹان ییٚو تِمۍ اوس ووٚنمُت زِ اَتھ چھُ دوٚن جایَن کتابتِچ غلطی سپٕزمٕژ۔ تہٕ تلفظُک پھیرہ تہٕ ہیٚکہ یہِ بچأوِتھ۔ پأدہ کرِتھ۔ میہ چھُ کأشرِس غزلس پیٚٹھ اَکھ مضموٗن لیٚوکھمُت یُس میہ دوٚن دورَن اندر تقسیم کوٚرمُت چھُ۔ اَکُیُم دور چھُ چھاپ سپدمت تہٕ دوٚیُم دور ییتھ اندر میہ تفصیلہ سان جدید کأشرِس غزلس پیٹھ پننۍ رأے ظأہر کرٕمٕژ چھ تہٕ چھپہِ جلدی۔

کأمِل صأبنۍ یِم زِ غزل تہٕ ہیٚہ رسالکِس جنوری فروری ۱۹۶۷ء ہندِس شُمارس منز بحثہٕ باپت چھاپ کرٕنۍ آمٕژ چھہٕ میہ پٔرِتھ دوشوے فروری ہِندِس شُمارس منز یُس حاشیہ تہٕ یہِ کأمِل صأبنِس غزلس مُتعلق لیٚوکھمت چھُ سہ باسیو میہ سیٹھاہ دلچسپ [تہٕ چھہ تتھ منز دنان ؎

"یمن غزلن مُتلق چھُ وَنُنہٕ پوان زِ یمو دِیت
کأشرِس اَکھ نوٚو لہجہ تہٕ آہنگ، تٔوے چھِ یِمن
فارم تہٕ موادس اندر سیٹھاہ تقلیب سپدان۔"
ممکن چھُ کأمِل صابن آسہ کأشرِس غزلس
نوٚو لہجہ تہٕ آہنگ دِیت مُت۔ اگر کأشرِ
زبأنی پرٕ ہچھ کانہہ ادیب نوٚو لہجہ تہٕ آہنگ دی
سو آسہ اَمِچ بدٕ خوش قسمتی کانہہ شاعر ہیکہِ تہٕ
کأنسہِ شاعرس ہمیشہ باپت پننہِ مقامہ نِشہ محروم
تھوٚوِت۔ کأمِل صابن یُس رٕژ کأشرِ زبأنی دِیت مُت
آسہ تتھ ہیکہِ نہ کانہہ تہٕ فراموش کٔرِتھ۔ مگر اَسہ
پزِ نہ دَتھی مصلحتہ وِ پیشِ نظر مبالغہ آمیزی کأم
ہینہٕ تہٕ یہ دَنُن زِ "یِمن ہندِس فارمس تہٕ موادس
اندر چھُ سیٹھاہ تقلیب سپدان۔" ہرگاہ تہٕ یہ از
تام کأنسہِ یہ رلے پیش کٔرمژ آسہ تہٕ یہ پزِ ہیکہِ
سو رلے ناوہ ہیتھ چھاپ کرنی۔ تتہٕ تیلہِ ہیکہِ
تمہ جواز سپدِتھ آسہہ میہ چھُنہٕ تہندِس اَکھ
خیالس سیتہ اتفاق۔ یہ تام تہندِ امہ فاضلک
تالُق چھُ اَتھ اندر چھُ مبالغہ زیادہ تہٕ حقیقت کم۔
اُسی ہیکو وار یاہ چیز کٔڈِتھ مگر تواریخ مسخ کرُن
چھُ سیٹھاہ ناکارہ۔ ادبین ہندِ ذہن گژھِ اَتھ
ہیُچ خلاف آسُن۔ ہرگاہ ادیب کأنسہِ تواریخ مسخ
کران وُچھہ تمُس گژھہ پننِ ضمیر تتھ خلاف آواز
تُلنس پیٹھ مجبور کرُن۔ یتھ کتھِ ہیکیاہ کأنسہِ
انکار آسِتھ زِ تِمن دوٚن غزلن ہندِ فارم کیاہ چھُنہ
ـــ اردو تہٕ فارسی الگ تھوٚوِت ـــ کأشرِس
غزلس منٛز تہٕ کأنسہِ برونٛہہ ورتاونہٕ آمُت یِم
تہٕ یہ برائے بحث چھاپ کرُنی منٛز چھوہ۔ یُس
فارم "ییٚہ کیاہ۔" غزلس چھُ اَتھ اندر چھُ از تام
ہیتہ واد اردو تہٕ فارسی غزل لیکھنہ آمتہٕ۔ یہ بحر
چھُ فارسی یَس منٛز رودکی سندِ پیٹھ برابر اتفاق
استعمال سپدان آمُت | اردو زبأنی منٛز تہٕ چھُ
یہ فارم ولی دکنی سندِ پیٹھ از تام ورتاونہٕ آمُت
کأشرِس غزلس منٛز چھُ یہ بحر کأمِل صابٕ نس
برونٛہہ تہٕ تِمو سندِ کو وِے ہاقے ہم عصر شاعرو
ورتوومُت۔ ۱۹۹۳ء اندر اوسُس بہ حجرہ تراہی
یَن شوز میہ تورِ چیٹھ منٛز اکھ غزل سیٚنہ ہندِس
ریٚتس منٛز۔ غزلک مطلع چھُ ــ

نہ دراو نشرِ ہوس کانہہ نہ ژوٚل غبار وولو
ژِیہ رٕوس یُہَس ژٕ نیر یا سِتھے بہار وولو

میہ چھُ یاد تہٕ اَتھ بحرس منٛز چُھلے ۱۹۵۹ء

اندر اکھ غزل لیکھنچ کوشش کرٕمٕژ۔ غزل چھُ یتھہ پاٹھو ۔

اگر پلالہِ شفاکاکنسہِ بخشہِ کرٕی زِہ پہَل
مَتیو یہ چھےَ سو کتھا یتھ زہِنی تہِ گو ونہ خلل

اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہ زِہ کانہہ شاعر گژھہِ نہ یتھن بحرن اندر نظم یا غزل لیکھُن یِم باقی شاعرو استعمال کرٕرِ متی آسن تہِ چھُنہٕ از نام کانہہ تہِ کوٗرمُت تہِ چھُنہ ممکن تہِ۔ پتہ رٕوٗد۔ امیُک موضوع سُہ تہِ چھُنہٕ کُنہ لحاظہِ نوٚو۔ یمہٕ حقیقژ چھہ بٔرونٹھ تہِ وَننہٕ آمژ۔ ممکن چھُ اَمہِ اندازہ بیانہٕ آسن یمہٕ گوڈنیچہِ وِزِہ کاشرس غزلس منز وَننہٕ آمژ۔ مگہ تمہٕ سیتی بنٕنہٕ کانہہ دوس تہِ بوڈ یا لوکٕٹ شاعر۔ یتھےَ پاٹھو کامِل صابنہِ دویمہ غزلکُ فارم تہِ وَرتاونہٕ آمُت۔ امیُک موضوع چھَہ سو مخصوص کاشر سیاسی تہِ سماجی زندگی یتھ شاعر اکہِ خاص زاوِیہ پیٹھ وُچھان چھُ غزلکو شار چھِہ ۔

ساگِ حالات حاری ثات بنےی
اُسی صبحکی ستارہِ رات بنےی
ساگی آواز کرہ بَند آوازٕ
ساگی آواز کائنات بنےی

عبدالمجید عدم سندِہ غزلکی کیتھہ شار تہِ کرٕ یہ پیش نرح۔ اَتھ غزلس تہِ چھُ لہ ہےَ بحرٕ۔ عدم سُند یہ غزل چھُ از برون تہِ نہ گاہ وری لیکھنہٕ آمُت۔

میکدے میں قیام تھا اپنا
ہر صراحی پہ نام تھا اپنا
موج صہبا نگاہ تھی اپنی
رقص مستی کلام تھا اپنا

بٕہ کرٕہ عبدالغنی ندیم سندِہ اَکہِ غزلکُ مطلع تہِ پیش یُس تمو بڈگامہِ اکِس مشاعرس منز اپریل ۱۹۶۳ عیسوی اندر پوٚرمُت چھُ۔

بے دِلن پیٹھ منہ گژھ ژہِ ناری نار
پوختہ سپدکھ اگر ژٕ بٔنہٕ خام سمکھی
ندیمنہِ اَمہِ دورکہِ بنیہِ غزلکُ مطلع چھُ ۔
دِل تہِ چھُنہٕ کینہہ مگر چھُ دِلکی داغ
دور رٕوزِہ وتران چھُ واغ لاگ

بٕہ چھُسنہ فنی مناسبتس پیٹھ یا شاری حُسنس متلق بحث کرٕن یژھان۔ تمِہ لحاظ چھُمنہٕ سِہ ی" غزلکُ مطلع پسند۔ اَتھ منز چھُ ساغین حیالاتن صُبحکین ستارن سیتی ہشر دِنہٕ آمُت۔ حالانکہ

صُبحکُ ستارہ چھُ دَمن ہُند میٖہمان آسان۔ شاعر چھُ وَنُن یژھان زِ سانِ حالات آسی ستھاہ جان یِمے صُبحکی ستارہ ہی۔ تِمے بنے دۄآر ذات یِمے رات ہی مگر رِژ مناسبت نہ آسنٕ چھُ اَمہ شارُک حُسن خراب کوٚرمُت۔ یَمو دوہ شِرپے غزلو نِش یُس سیاسی سماجی تہٕ ذہنی ماحول وۄتلاں چھُ تتھ وَنو اسی بقولِ کامِل "تازہ وارِد میٖہمان"؟ کیا یِم شعر تہٕ چھِنا اَمی قبیلکی۔

بَلہ تہٕ نو آوِیہ رنگ حُسن خیالس یارو
داغ قِتاوان ہا وچھم سونتھ گُلس یارو

(راہی)

تِلہ منٛز وُچھتہٕ وآری داتن کُنٛ
وَنتہٕ کو سہ لُنٛڈ چھِ یتھنہٕ وانان داو

(فراق)

'لوٚہ تہٕ پرلوٚہ' کتابہٕ ہِندِس سرنامس منٛز چھُ کامِل صاب وَنان۔ "یِمن تقاضن ہِندِس نتیجس منٛز کوٚر بہتہٕ اَکِہ شارہ مزاژک تجربہ۔ یہ تجربہ ہیوٚتُن کامیاب ہیوٚہ روزُن۔ وارِیاہ دوس لگۍ یِمے رنگ آرٹ درتاونہٕ آمیٚنک، مانہٕ گوٚو نہٕ میانٛ ذ تخلیق کیا چھُ بڈ فن پارہ۔ اما پوٚز یہ شارہ مزاژ چھُ بِل کُل نوو تہٕ جُدا گانہٕ۔ یہ چھُ اَکہ خوددار زخمی مزاژُک آواز تہٕ سانِہ شاعری اندر اَکھ تازہ وآرِد میٖہمان"۔

[ کامِل صابنِس اَتھ بیانس مُتلق چھُس نہ بہٕ کینہہ تہٕ وَنُن یژھان۔ یِمن کتھن ہُند فاصلہ کرِ زمانہ پانے۔] البتہٕ کرہ بہ 'لوٚہ تہٕ پرلوٚہ' کتابہٕ منٛزہ وُنہ کیٚس تِم کینہہ شار پیش یِم میٚہ یاد چھِ تہٕ کامِل صابس برونٛہہ تِمی سِندیو ہمعصر شاعرو وَنۍ ہِنۍ چھِ۔

کامِل یتھہِ ہیوٚ غزلا دُچھ
رُخ گوو روشن نِلگو وسیٖر

(تاریخ ندارد۔ لوٚہ تہٕ پرلوٚہ)

راہی سمکھم غزلا بوزم
زونم نارس پھولِہ یِمیو شاہ

(۱۹۵۹) راہی

یُتھ نہٕ گژھک یتھہِ گژھک بدگمان
دُنہٕ چھُ پھیران وُنہٕ چھُ پھیران آسمان

(لوٚہ تہٕ پرلوٚہ) تاریخ ندارد

چھہ وُنہِ کیاہ تام پرہ گی کائناتس
رِدوان گت چھہ وُنہٕ شمس و قمر تہٕ

(نوروز صبا - راہی)

# ناٲدِم صابس سیتیٚ اکھ اِنٹروِو

• • •

سنتوش :- ناٲدم صاب تُہندِس خیالس منز کرِہ پیٚٹھ چھُ کاشرِ غزلُک ابتدا سپدُمُت؟

ناٲدم :- یوٚت تان میٚہ کاشرِ ادبُک مُطالعہ چھُ کوٚرمُت میٚہ چھُ باسان کاشر غزل تہٕ نمیٚک مزاج چھُ اوسمُت تِمَن وٕژنَن منز تہٕ موجوٗد یِم حبہٕ خوتنہِ تہٕ اَرنہِ مالہِ وٕنۍ ہٕتی چھ - تکیازِ میانۍ کیٚنہ چھُ غزلُک میزاج کم لفظَن منز شدید اِحساسُک تہٕ ذہنی اضطرابُک اظہار - یہ چھُ اَسہِ تِمَن جُداً پنہٕ ہندین سارنۍ وٕژنَن منز لبنہٕ یوان یِم حبہٕ خوتنہِ بیہِ رنہٕ وٕزِہ وٕزِہ سانیو شاعرو چھہ وٕنۍ ہٕتی - یتھ گیہ غزلچ ظاہری ہیئت، تتھ چھُ بُنیادی کٔن محموٗد گامی نہٕ پیٚٹھ لگان

سنتوش :- پرانیو شاعرو منزٕ کَمو چھُ اَتھ پٕچھر دِیُت مُت؟

ناٲدم :- میٚہ وٕژن زِ غزل پننہِ ہیبتہِ سان چھُ

... ... ... ... ... ...

... ... ... ... ... ...

... ... ... ... ... ...

محموٗد گامی نہٕ ذٔریعہٕ اَسہِ نِشہِ یوان - محموٗد گامی روٗسُل میر تہٕ تِمَن پتہٕ پنہٕ داٗلی وُہمہِ صدی ہُرٕ نِم شاعر چھ داریاہ حدس تام فارسی تشبی، محاورِ تہٕ مزازِ سیتیٚ متاثر سپدی متیٚ - مگر تِمَو پتہٕ تہٕ چھُ کاشر مزازِ باضابطہ محموٗد گامی نِس تہٕ روٗسُل میرس منز تہٕ موجوٗد - وُہمہِ صدی منز یِم گوڈٕ گوڈٕ نامہٕ ہیٚنز لایق غزل گو شاعر چھ تِمَن منز چھ مہجوٗر تہٕ آزاد ممتاز - یہندین غزلن پیٚٹھ چھ فارسی علاوہ اُردو غزلُک تہٕ کانٛہ اثر - مگر یِمن دۄن منز تہٕ چھُ مہجوٗرُن غزل کاشرو تہٕ نیچ نرمی، پٕشجار تہٕ شیٖہجار ہیٚتھ - اَتھ برعکس چھُ آزادُن غزل زیادہ تر تقلیدی - دو شرے چھُ اقبالسُنۍ تقلید کرنچ کوٗشش کرمٕژ - مگر آزادُن

غزل چھُ غزلیُک ژٕ خالی تہٕ جھجوٗ رَن
اَمہِ کِنۍ ہوٚ دُر تہٕ ہیوٚ کھٕ زِہ تمہٕ منٛز چھُ
ورٛ شنکٕ لہجہ۔ اَتھ برعکس چھُ آزادٕ
نظم سیٚتھاہ وُسوار۔ اگر اَسی کاشُرس
غزلَس پُوٚرہ پاٹھۍ سام ہیمٛو اَسہِ چھُ
ناکارٕ وبنہِ پوان زِہ رٕژٕ شَل ییرِ تہٕ محمودٕ
گامی چھِ سانٛۍ اصلی نماینٛدٕ غزل گو
شاعر۔

سنتوش :- ۱۹۴۷ء برونٛہہ ییٚم غزل گو شاعر
چھِ تیمن پیٹھ کُس اثر چھُ غالب اوسمُت؟

ناڈم :- میہٕ ژُون برونٛہہ زِہ وُہمہِ صدی برونٛہہ
چھُ ساہن غزل گو شاعرن فارسی
وہ ستادن ہُند اثر غالب۔ مگر امہِ باوجود
تہٕ چھُ محمود گامیَس تہٕ رسُل میرس
کاشُرِ ازٕ غزلن منٛز حصہ آمُت
یہوے وجہ چھُ زِہ تہندۍ غزل تہٕ
چھِ اَسہِ وۄنہِ پرَنٛف آسہٕ تہٕ ونۍ
ٹاٹھۍ وزن باسان۔
میہٕ چھُ باسان ییمہٕ دۄ شونٛے شاعرو
چھُ غزلُک صنف اوہٕ کِنۍ پانٕ ووٚدمُت

زِہ اَتھ آسِس ریوٲیتی صوٗفی یانہ موسیقی
فارسی غزلو پیٹھ دٕرِتھ تہٕ دۄیِم اوس
فارسی غزلِ تیوٗت عام سانٛین پرٕ وُہِتن
نچھِ جتین گرٕ ن منٛز زہ شاعر سَس
آسی جھوٗرٕن بہ خاہش پادٕ سپدان
زِہ سُہ واتہٕ نادِ ہے کاشرِ شاعری تہٕ
اَتھ غزلَس نزدیک۔ یوٗت تام مہجوٗرن
تہٕ آزادٕن تَوٗلُق چھُ تِمن پیٹھ چھُ کم وٕ
بیش اقبالہ سُند اثر تہٕ تمہٕ علاوٕ
کُنہ حدس تام تِمن اُردوٗ شاعرن ہُند
تہٕ اثر یِہندۍ غزل راسہِ پارٕٹھن تہٕ
تووالن یِہندٕ ذریعہِ عامہٕ خاصَس منٛز
مقبوٗل سپدِ ژٕ مٔتۍ آسہِ

سنتوش :- پتہٕ کیاہ رُوٗ غزلُک روجحان تہٕ اَتھ منٛز کم
نوٚۍ تجربہ آیہ کرنہٕ۔ میون مطلب چھُ موادَس
تہٕ ہیٚیتس دۄشونٛی منٛز۔

ناڈم :- ۱۹۴۷ء پتہٕ گیہٕ شمہ کالس غزلس دکھ۔
وجہ اوس یہِ زِہ عوامی جوش دِ خروشس منٛز آیہ شاعری
تِمن طرفن کن یِکہ نادنہٕ یتیہٕ موضوع تہٕ ہیٚیت نوین خیالن

اُتھ رۄٹ ہیکہ ہن کرِتھ، چونکہ سیأسی تہٕ سماجی
حالاتن ہُند تقاضہ اوس زِ خیال گژھن واضح آسُن تہٕ
سیٚتی ہمہِ پابندی اظہارس پیٹھ اوٚت تام آسہٕ ہُنہٕ گیہٕ دۄر
شاعری لوٚگ اکھ تیٖتھ وُنُش ہمہ کِنیٚ پرانین اسلوٚبن
آو فرسوٗدہ زانِتھ مذاقُ وڈاو نہٕ تہٕ نوین دس تُلنہٕ۔
مگر وارہٕ وارہٕ گو یہ جوش کم تہٕ شاعرو ہیوٚت نوِ سرِہ
سوٗنچُن زِ یِمن کتھ پاٹھی پزِ پننین خیالن فنکارانہٕ اندازس
منز ظاہر کرُن۔ اَمہِ قسمُک رِدِ عمل چھُ ۱۹۵۴ اندی
پکھس شروٗع اَمہِ وقتہٕ پیٹھ چھ زِ رجحان پھُٹن ہیوٚان
غزلس منز ہیکو کتھ وٕلِتھ کرِتھ حقیقتُن ہُنٛد
اظہار کرِتھ۔ اشارتہٕ وَلو مگر خفف تہٕ زِ چھنہ نہٕ کانہہ
تمہِ علاوہ چھُ یہِ وقت سُہ آسان یمہِ وِزِ کاشُر شاعر
سُہ ییٚتی ترقی پسند تحریکس ہمنوا اوس
چھُ بدلِ نہٕ بدظون گژھان۔ انقلأبی تصورکِ
پوٚتلی چھِ پھٹان تہٕ نہٕ دانہ اظہارُک ضروٗرت چھُ بے
فأیدہ باسان۔ چنانچہ یمہِ وِزِ داخلی تہٕ خأرجی سببو کنہِ
سپُزِ غزلِچ نہجِ باوہٕ۔ اکھ نہٕ مُبہم تہٕ جدتھ
پسند بیاکھ مزاجہ کِنی کاشُر تہٕ خیالہٕ کِنی تُند۔ مگر بُذاقی
چھُ دوٚنوے نہجہ نوِ کاشرِ غزلِچ دعوادار تہٕ سیٖتی
کاشرِ غزلس نوٚو مقام ہأصِل کرِ تہٕ ہاوِک۔

یِمن غزلن پیٹھ رُود زیادہ اثر فیض احمد فیضُن تہٕ
گُنہِ حدس تام غالب سُند۔ رأہی ین کوٚ۔ گو ڈٕنی
یِمن غزلن دُسلا بہ۔ اَمہِ وقتہٕ چھِ تِمو سِنزِ تہٕ یہ
زٕ ور غزلہٕ مثلن۔ ے

بدلاوُنے ہیوٚت رہبرو ایمان وَنِیے کیاہ
ے ہیوٚتُن پرانین سوالن ہُنٛد جواب آہستہ آہستہ
ے پرُ نیٚتھ کُنہِ عدالتس منز غور بیتھ چھُ وُنہِ تہٕ مجرم
سونہ سأوی جِ امایوٚز بے اعتبار گے نا

یِمن غزلن منز چھُ رأہی اُتھی فریبس منز زِ
رہندین سوالن ہیوٚتُن جواب تہٕ یُن تہٕ منارہٕ تہٕ ہیٚتین
گاشرِ سپدن۔ مگر جلدے چھُ سُہ جلسہِ پیوان، تس
چھُ باسان زِ سُہ ہیکہ نہٕ تمہِ فصاحتہٕ سان غزل ونِتھ
یمہِ وضاحتہٕ سان فیض چھُ ونان۔ نتیجہ چھُ یہ نیران زِ
سُہ چھُ گاہے غالبس زامن رٹان تہٕ گاہے فارسی
وۄستادن ہنز دستگیری حاصل کرنی یِژ حالا شالہِ پاٹھی
ے یارہٕ صبرس رأزی دِل زِ دیوانہٕ لتے
منسورا ورتہٕ عری فانکُ اثر ہو
غنیمتھ زان تو دردسے جگر ہو
اَتھ منز چھنہ شکھ زِ رأہی نیوٚ یمو غزلو سیٚتی جھٕ
کاشرس غزلس اکھ نوٚو پر تہٕ اکھ تازگی حاصل
سپدان۔ مگر سیٹھاہ حدس تام چھنہٕ یم کاشرس

مزاز س ہم آہنگ گژھان۔ باسان چھُ زہ پارٕہ مین
خیالن چھ نفیس کاشُر ترجمہ سیُد مت۔ امہِ دورانس
منز چھِ کامِل فراق تہٕ مظفر عازم امہِ غزلکِس یادٕ اش
منز قدم تراوُن ہیوان۔ فراقس چھُ راہی یُن
رنگ سیٹھاہ غالب مگر کامِل چھ امہ برونٹھہ اوّر ددٕ
غزلکین ماٹھ انٕن منز دریاہ پھیرتھ ٹھوٕرتھ امت یُس چھُ
دارٕ دارٕ پننہ اکہ الگ رنگ حاصل ہیوان سیدٕ ن یژت
تام چھُ راہی بیتہ تہٕ برونٹھہ پکان مگر اُہندی غزل چھ زیادٕ
سیزرٕ کنہ ہیوان گژھن تہٕ تمن منز چھنہ سُہ مچھیر بدٕ
نیران یُس ہندین امہ وقتچ کینہ کینژن ورژن تہ نظمن
منز موجود چھ۔ امہ برعکس چھُ کامِل رسہ رسہ پننہِ اکس
مقامس واتنتھ کاشرِ غزلہ خاطرٕ اکہ سہ فرازہ یاد
کران۔ یُس برونٹھہ کُن کاشرس غزلس سیٹھاہ پوٚختہ
ہیکہ بناوِتھ۔ راہی سند غزل ؎

یُژ کامدن وارٕ سمبوٚ ازسہ شہل ساتھ
تھو شکوٕ شکایتھ غنیمتھ چھُ ملاقاتھ
چھ شوٚزر تہٕ میٹھ مگر زٕکہ چھ روٚمانی تمہِ قبیلچ ہمہ قبیلکچ
تمی سندی ہم ورژن چھ ہم از عام طور پاٹھ ریڈیو پیٹھ
نشر سپدان چھ۔ میانی رائے چھ زہ کاشرس غزلس چھُ
ون ڈی روٚمانہِ علاوہ نوٚہ پوٚختہ گی ہند ضرورت تہٕ یتھ منز
خیال و سوار، سنجیدہ تہٕ وقتہٕ کین ضرورژن ہند ترجمان

آسہ۔ امہِ طرزک گوڈنیک غزل یُس وُنی کیس مینہ یاد
پیوان چھُ سُہ چھ یہ    امہ چھ کینہہ خصوصیژہ۔
فرازہٕ چھُس کاشُر محاورٕ چھُس عام فہم۔ مانہ مطلب
چھُس سوٚن وُو گن تہ طنز کرٕ نچ چھُس تواناً بی تمہ
خصوصیژہ ہِم غزلس پننہ نِس میراجس کُن پکہ ناوان
چھ۔ اگر امہ منز کینہہ ابہام تہ آسہ، سُہ چھُ تیتھ یُس
پرزٕ ناوہٕ نہٕ تہٕ پیہ۔
سنتوش:۔ کامِل صابن یُس زیرِ بحث غزل چھُ، امہ
متعلق کیاہ چھ تہند خیال۔ امہ منز چھا وافی نوٚیر۔ اگر
نوٚیر چھُس تہٕ کمہِ لحاظہٕ چھُس۔
ناظم:۔ کامِلن یہ غزل یُس زیرِ بحث چھُ سُہ چھُ تمہ
وقتہٕ منزٕ اکھ، ییم یژہ کاشرِ غزلہِ پیچ نشان رہی چھ
کران۔
امیکِ فرازہ تہٕ امچ تلہ تراوچھ کاشُر۔ امیکِ سوالیہ انداز
امچ قافیہ بندی تہٕ امیکِ ردیف چھ ساری کاشرس بیچھ
بہ بسہ روانی تہٕ سلامت امہ غزلس منز چھ سہ چھ امہ سہل
ممتنا قبیلک بناوان۔ یہ چھُ غزلک میراج تصور
کرنہ یوان۔ امہ علاوہ چھُ امہ غزلس منز ہندی
دیو مالا انتھ امہ کس مضمونس وسعت تہٕ نوٚیر میوٚلمت۔
ییمہ انداز مینکا، اپسرا ناگرائے

(باقی برصہ)

امین کامل

# غزل

[illegible]

صُبحک مَرٕ ھیں اضطراب مینٛز سیتی
راتک شُہُل لو لہٕ خاب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ حُسنس پرٕ زٕھان چھُ کانٛہہ کانٛہہ
برہٕ گُژھو نہٕ گژھی گو لاب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ یاوُن چھُ شولہ ماران
نَشہِ گوٚ زٕھ نہٕ وَسُن شراب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ اَزہٕ چھُک نٕرہٕ پان مولہ وال
یِی چھُےٚ تہٕ نی چھُےٚ حساب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ لفظَن چھُ مانہِ بدلان
ساری گو ناہ چھی ثواب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ صحراو چھی لگان باغ
باغَن نہِ سپدی سیٚراب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ بالَن چھُ تہَہ بہ تہَہ شین
سوٚدرَن تہٕ برٛی برٛی چھُ آب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ قمرہٕ بن چھُ بولہِ میچھَر
نغمَن چھ شامِل رَباب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ حَصَر چھُ کایِنا تَس
ہَتھ زٕوٕنہ، سَتھ آفتاب مینٛز سیتی

بیٛیہ چھُس تہٕ اوٚسُس نہٕ آسہٕ کانٛہہ ل
بیتہِ اَکھ خُدی (لاجواب) مینٛز سیتی

دینا ناتھ نادم

# میٚنٛژ

مرٛژھجۍ میٚنٛژ
گرٛوٗٹ، شوٗخ، سرٛیپہدار، شیٚنٛمر
پٔشجۍ پوٗٹ پشمینہٕ آوِجۍ
شِہجۍ بونہٕ ہٕندشاہ، ووٚشِنگاوہٕند ٹھٔن
طرحدار زٲوجۍ ملاٲیِم
چھ لوٗہ ہٕرش ووہ میٚبراخیالاہ ملاٲیم
مرٛژھجۍ میٚنٛژ ملاٲیم

میٚنہٕ موٚ ندآب واراہ
مگر ہیٚلہٕ وُچھُم دِل جگر شانٛت سپدُم
چھُ زٔن پھرستہ پھمب از ژوہ واپارٕ دہرِتھ
اَتھوٗٹۍ میٚہ پوٚک ماجہ ہٕند ٹوٗٹھ آلوٗ
نظر غاب گیہٕ واوہ مالنَ اندر

ہی چھ پرٛاران پیتہ جار گوٚ زٕتھ واو چھاوٗن
تہٕ پیوٚ شہپیٚٹھۍ رِکنہٕ ووٚتھ اَکھ خیالاہ
چھُ کیٚژِ پوٗت پھنمبہ توٚ ثمب وٕنی ماجہ زامُت
نرم لوٗو کلہٕ زُن

گُرٕس کُٹھ، وُشنِہ تھنٛز
مژٕھِجی میٖژٕ، طرحدار، زاوِج، ملائیم
مژٕھِجی میٖژٕ ملائیم
گُرٕٹ شوخ، سرٕیہہ دارشبنمی
رنٛگو منٛزٕ چھُ رنٛگ پوختہ اڈٕہ زود جافرٕ
اگر وان کنٛڈ لیٚج دٕسس گوشہ بادامہ
ژٕدٕ دِشی زدٕنہِ ہُنٛد گاہ، لیٚدُر اڈیرہ سُدراہ
ژٕنٛدٕن اَنٛزٕ شربیٚتھ
مُنٛڈِتھ کینٛکہ رنٛگی پوٚٹ
چھُ نتہ دانہِ تاپس
سنٛدِجی زیرآمیز چھوٚلتھ دوٚرہ پیٚٹھ کنٛی
گُرٕٹ شوخ، سرٕیہہ دارشبنمی
مژٕھِجی میٖژٕ ملائیم
طرحدار زاوِج تہٕ دائیم
چھہ خوشبوگوہ لابس پنُن راز قائیم
ژٕڈِس منٛز یہ دود نظنہٕ تلک مُشکِ اَدفرٕ
نتہٕ زاشرِس آیہ زامُن
پیٚٹھے اُمس مُنٛزٕ ژٕن۔ ہوا نافہِ سیپرِیود
وُزٕنٛز عطرِہ لیٚجی بال پیٚٹھی نیرِ پوشُن
تہٕ اَکھ دادہ رنٛگ آیہ زن چھلہِ چھاوان

کو نگس مُشکہ کو فوٗر للہِ وان لہ لِہ منز
چھ ہر فن شاہس زنتہ کوسنوٗری کھسہِ وُس
چھُ عنبر تہٕ عوٗدہ پانہِ وآنی راس کھیلان
خبر ووت دہ ہ کوٗت ؟
اگر روٗد اَنہِ بیرہ واہراٗ تہ مہر تنھ
مُشک دار وردن پھولن یوسمن
لگہِ دِوسے زَن نشاطس
طرحدار زاوجہ تہٕ دآیم
مرزہ جیو میٗنز ملآیم
چھ خوشبو گو لابس مینٛ راز قآیم
مرزہ جیو میٗنز ملآیم
امیک رنگ وبوٗ یا پشُن یا پھہُرُ چھُ
تُرُن یا وُشُن زانہِ تن میانی کُنھ چھُ
بوئیلہِ زاسں تئیلہِ آس اُمی شُند شہ زرہِ ہیتھ
یِہ بَتہِ مآجہ اَزِ بچہ
دہرہِ بوج ابدچ
ریٖہ لو کچارر نسزہِ نو وآمہِ لول بُرز بُرز
پھُیز دہد ریٖہ راو وم اَمہِ دہد ریٖہ لآزِم
دِتُن پہاہ بوٗرون سرہیہ سگُن میٗون باڑو
گمر ازریٖہ گوہ ڈنی گیوون بوٗنہ اُمی سُند

میہ بائے خبر میٚنز گیوٚن زانہٕ کوتاہ
بُتھے آب پوٚک روہ نہٕ ہیٚژن وزنہٕ
تھجُو نارہٕ سنے منز
وۄہ گُن سینہٕ بُتراتھ زٕن شولہٕ وُن تَب
برٕت آو دنہ دۄ وُسے یہٕ ماگاد ماجے
ہیوٚ تُن لوٚت وُزُن سر بہہ میٚنزٕ سے لولہٕ ناچِن
تہٕ سوٚت سوٚت صداہ اکھ
تہٕ لوٚت لوٚت موٚدُرسے
رُسِل گینگرا یاہ ۔ مرٕ ہجی تال نغمچو
ہُہ شوٚ شوٚ ، شہ ہوٚ ہوٚ
یہ رٕژھ رٕژھ تہٕ ژٕھ ژٕھ
اموب ماجہ ہیٚنچھ نوو شُر دوہ دِنہٕ روزُن
ہیوٚ تُن دان گُلین گوہ ڈلگُن دِلہٕ کھاہس منز
یہ شوٚ ، شوٚ تہٕ ژٕھ ژٕھ
یہ ہوٚ ہوٚ تہٕ سسی سسی
یہُے بُا لکہٕ ستوٚ ری دَچھ پوٚتپرن ہیٚنچھر
یہُے کِکلہٕ لب کوٚر قمرٕ اُکھی نقل ما؟
یہ داوٚگ صداہ پوٚت صداہ ماچھٕ امِہ کے
طرحدار زاوِجہ تہٕ دائیم
مرٕ ہجی میٚنزٕ ملائیم
چھ ازٕلیچ تہٕ ابدٕچ یہ سُر تال قائیم

مژربھج میٹرٕ ملائیم

کران چھم میہٕ دِل ڈٕلہ گٕنہٕ دِمہٕ بہٕ ییتہٕ چھے
بوکرٕ شران ییتِرٕ منز بہٕ کلہٕ خاک پانس
تہٕ ییترٕ موٗہنوا جنگی یت دَلس منز
بوٗ دٕچھہٕ تمہٕ ورتُک سُے گوٗڈٕک جلوٕہ شایدٕ
شہ ییلہٕ آدمس وستِ تمہٕ درت پھرت گو
سٕہ ییلہٕ تمہٕ کنس تل گژھت "قم" وینوٗنس
دپیٚوٗنس ژرِ ونہٕ تھوٗد
یتہٕ ادہٕ کیاہ گیوٗو کانہہ قدم برونہہ تہٕ کانہہ پتہٕ
تہٕ کانہہ جل پچھیوٗو، کانہہ دٕچھہٕ دِتھ پچھ سوٗت
تہٕ سُے اَن ہِشر پھوٗر جہانس
بولہٕ خاک پانس بوکرٕ شران ییترٕ منز
بوٗ چھلہٕ عالمس کل
بَلن دادی لوٗکن زٕلن جادی زدہ لس
تہٕ ہییہ زنٛدہٕ گی ہییہ کرِ نہٕ تیاری
تہٕ یِیہ بارسس میٚیٛژ

مژربھج میٚژ

گرٹ، شوٗخ، سٕرِہ دار شبٕنم
لشِچ پوٗٹ پشمینہ اَدِج
سٕشِھچ بونہٕ ہٕند شاہ، دٕشِنہٕ گاوٕ ہٕند نقش

طرحدار زادجی ملائیم
مژربھج میٚژ ملائیم

اختر محیُ الدین

# گوٗلاب روے

بُڈِ قِیامتھ چھِ یِیتی اَنٛدی پَکھی نٔژان۔ دیوتا چھِ خاص پوٗزِ مسس منٛز وۄدنی موصوٗمَن لٔنہٕ موٗنڈ کرنہٕ خاطرٕ تیار تہٕ اسرافیل چھُ پوگ ہسُس سیتی لاگِتھ پھوگ دِنٕس تیار۔ گٔنٛہی چھیپز روزِ نہٕ ڈٔنجہٕ۔ ساری سپدن ڈٔلہِ میزان۔ مگر کیانٛزٕ؟

اگر تہٕ یہ تٔرِ وارِہ پٔنٕٹھ بُلبُل بولہٕ ہیہِہیہٕ اگر تہٕ یہ کمرٕس منٛز گُلدان وۄدزلیو گوٗلابو سیتی شولان آسہِ۔ تُہُند دِل گژھیا تنگ؟

وۄدزٕل گوٗلاب چھُ شولان تہٕ زیبان ۔اَکھ پوٗرش، یہٕ لاگہٕ ۂکٕی ہشیرہ۔ اکھ موصوٗم خاہِش و کٔشیٕن اَرمانن شعوٗر دِنہٕ خاطرٕ پھِرِ تو ڈٔھ داہ بٔدی یِژم رٔاہ ۔ چھُرکس سِینہ کِیس آنہٕ گٔنٛگِس منٛز نہٕ تہٕ ناداں۔ وَنہٕ ـــ تہٕ گوٗلابٕس مٔژِہ نہٕ نِکرِہ، موصوٗمَس گٔنٛن نہٕ دِلہِ چھِ ڈبہٕ یہٕ

پٔنٛزٕ نادِنہٕ روٗح چھِ دِلہٕ گِ بٔجہٕ ژینہٕ، اکھ نوقصان تہٕ دوٗیِم گٔیہٕ رازِ ہیٛیِہ موصوٗمن کیتہٕ موٗنڈ کرنہٕ۔ بال تہٕ بال کرن شٔہلِہٕ شول۔

کس چھ خبر ازلہٕ لوٗن کیاہ آسہِ؟ ہیٛہٕ ہنٛبتھ چھُ آداگون۔ ظُلمہٕ ہنزِہ ریلہٕ ہنٛدی پاسی چھِم ذِینہٕ کیس تہٕ دَس پیٹھ صٔورژ لِوان تہٕ اَسنہٕ گٔنٛدرہٕ ناہ کرہِتھ گژھان۔ یہ چھُس وُچھان، وَدان آسان تہٕ خبر کیاہ کیاہ کران۔

از دَپہٕ ہا اَکھ مِیرہ کتھاہ۔ بوزِن گوٗژھ نہٕ کانٛہہ سہٕ" ہیٛہٕ چھم زِندگی ہاتھ" سیٛٹھاہ ہاتھ چھم بھرپوٗر زِندگی ییٛمِس وۄدزلِس گوٗلابس سٕتی ـــ یہ چھُ میون اَخری مِنتھ۔

کانٛہہ صٔورتھاہ آسان، یُتھ کٔنٛہ منٛزٕ گٔنٛدوٗنہٕ اَچھن منٛز نوٗ چھُ پھولان۔ وٕلس چھِ فرحت میلان۔ زٕپان پٔنٛزٕمن صورتٕن چھِ دِل

اَسان ، اَوَت وُاَتھ گژھ انسان زار گِنڑُن سوٗرُے کینٛہہ داَوُس لاگُن۔ محبتھ چھُنہٕ ژٕرہ پوٚپ زہ زہٕ اَتھٕ گٔنڈس داہنَس۔ میٚون محبتھ چھُ میٚنٛو منٛز کامیاب۔ اَتھ زارَس منٛز یوٚت بہٕ ہارٕہ ریٚوت زینہٕ ، کاینات ہارہٕ۔ کائنات زینہٕ — وچھن تہٕ نیلین آکاشن منٛز دِری تہٕ سوٚ کاٗلی خاب وُچھنہٕ چھُ میون ازلہٕ لون۔ ظاہر!!

اوَرُے وُچھُم خاب۔ بُلوا روٗدُس وُچھُم بہار چھکرِ تھ۔ سوٗرُے اَندی پوٚکھ وُچھُم سوٗنٛتہٕ زنگوٗرسیتھ سوٗنزل ہیوٚہ گومُت۔ اَتی اوٗسُس اَرمانَن ہِندِ بن دُژہ پرٛنگس پیٹھ پننِ معشوقَن سیتھ — معشوق چھِ تیتھٕ موصوٗم آسان زہ زندگی ہنٛزہ وَرِتہٕ پکنہٕ چھُ یمَن گاہے گاہے کھوٗرِ تہٕ ڈلان میانِس معشوقَس ڈلہٕ نہٕ ظاہر، ترکیا زہ اَتھی خابَس منٛز اوٗسُس بہٕ بُلوار وُڈہٕ کِس سٕہ نزلہ ماحولَس منٛزنَس وَرِتہٕ پکنہٕ تربیت دِوان۔ موٹر چلاوُن ہیٚچھنا وان۔ میٚہ چھُ زنتہٕ فرزر۔ بہٕ اوٗسُس دِوہے موٚت، گرا آکس پَتھ تہٕ گرا دوٚیمِس دِوہے اوس میون دِل سوٗنتہٕ دٕہ زِجار وٕچھِتھ دٕو ژلان تہٕ پھلان۔ میٚہ چھُ ظاہر زِنہ زِنہ ہی گومُت، تہٕ اَتھِ کیٛاہ چھُم آسُت:—

یُدوے میٚہ تمہ گو لاب نہٕ اَتھٕ لَگھن بہٕ کرٕ ہک سلام۔ بہٕ پیمہٕ ہک پرَن۔ بہٕ وَنہٕ ہک زہٕ تھٔندِین ناوَن پان چھپہٕ دِتھ کیاہ کیاہ پرٛاوِ یوٚد میٚہ — کم میٚٹھر نہٕ سوٚ کاٗلی سوٚ پنہٕ وُچھو میٚہ۔

اَز آسہٕ میٚہ واریاہ کتھہٕ کرنہٕ۔ میٚہ اوٗسُس واریاہ وَنُن، پنٕن دِل ہزرِتھ دِلہٕ دٔستِس پوٚشنَس خونگ سگ دِیُن تہٕ اَکِ دٕہ زِجار ہراوُن۔ مگر زہٕ چھم بند، میٚہ چھُنہٕ کنٛہی ہچھ رانُ۔ میٚہ چھُنہٕ کنٛہی کھسان۔ اَکِہ اَندہٕ چھُ رِشوٗ تانٛڈوِکِس پوٚرَس منٛز موصوٗمَن لتھٕ موٚنڈ کرنہٕ خاطرہٕ تیار تہٕ بیٚیہ اَندہٕ دَپان گولابَن چھُنہٕ کتھہٕ فکرہ تران

اگر جذبن ہنٛزہ دٕہ تل بُجہ کاغذ ورقن پیٹھ نقل سپدہٕ ہن، بہٕ لیکھہ ہا از اَکھ چِٹھی۔ یتھ منٛز ازلہٕ ابدُک پوٚرٕ آسِہ ہا۔ تتہٕ آسِہ ہا یہِ از تام وَننہٕ چھُ آمُت تہٕ نتہٕ یتھ نہٕ وُنہٕ زہٕ دِنہٕ آہٕ ت چھُ دِل چھُ اَنیکھ سوٗدُر، اَنیک اَکھ اَکھ ڈبہٕ ب چھُ کاینات کھوُدنہٕ خاطرہٕ کاٗفی مگر اَتھ چھِ پہرہٕ دار — رِشوٗ تہٕ اسرافیل

میانٕ — خوبصورتی —

دٕہ چھکہٕ نہٕ پارٕ تی نہٕ دٕہے چھکہٕ پنٕہ۔

دوہ ہہ اَکِہ آیکھ دوہ ہہ اَکِہ گژھکھ تہٕ اُتھی
حدبندی منز چھے میّون مزر تہٕ۔
اَمہ پتہٕ کیاہ وَنہٕ — میّون قلم چھُ شان
میانین جذبن چھُ طوفان ، میّون وجود چھُ
آوُلنس منز۔
ہے۔ اَکہ سیٹھاہ بڑ قیامتھ چھ پیش
وانچھنہٕ ، میّون وجود گوٚژھ نہٕ چھلِہ چھانگرِہ گژھن
بہٕ وَنہٕ ہا کتھ ، یتھنہٕ قبلس کُن کھۄر گژھنم —
یہ چھُ میّون آخری محبتھ ، اَتھ گژھ خود راہ
اندراتیٛاوُن۔

کرِو سا جنگ بند۔ توپہ تفنگہٕ تھاویو ٹلتھ
ہناویو سوکھ یتھ ژلکو ملہ ہمن ، ہمن تہٕ
خاموش یپہن ، یتھ پھرس کاڈ کڈن ، کاڈ کڈن
تہٕ زوٗلہٕ سیتھ کٔھن بیٹھن۔ یتھ وپرہ پننہٕ زٕٹھ
گاٹھج زُلف شیرنہٕ ، زُلف شیرن تہٕ دٔری
کرِہ کرِو دٔلون ہیٚن

کرِو سا جنگ بند میٚہ کیاہ چھُ نیرُن ، ڈٔلہ
کِس آنہٕ پنس منز ، وۄزل پوشس وارِ لیجہ
ہندین تہ خانن منز رٔٹھتھ ، پننہٕ ژھاے وُچھنہٕ
— محبوب چھُ مٲری موٚند ، محبوب سُند تصورچھُ

مٲری موٚند ، یہ تصوُر ہیتھ انسان چھُ مٲری موٚند
معشوقن چھ آسان مۄری عادتھ کتھ کران
کران آسان تہٕ آسان آسان کتھ کران یُتھ زِ
بُمہٕ چارِتھ سأر ہیے سمارِس وُنالِہ گوٚٹ پھیروان
تہٕ مُنزہ ہنگہٕ تہٕ مُنگہٕ پھوہ لوٗنی آسنہٕ ہنا تراوِتھ
بالہ کہ لہٕ ہُند جلترنگ ہیوٚہ وایان معشوقن ہُند
عادتھ چھ میون ازلہ لون ہوی ، خبرے نہٕ یِمہ
ہنٛزِ پتہٕ کیاہ آسہ۔ لُبتھ تہٕ راونک خوف تراوِتھ
تہٕ ژٔھل گژھنک نم۔
دوٚیم نا چھِ یکہِ تس موصوٗمس تہٕ نو عمرس
وَنس۔ بَنہٕ چارِتہٕ پنچ شینچھ اُنہٕ سوٗنتن ، تٕنہٕ
شولِنہٕ لوٗگ سمارِ متیو" یمہ شاعر وچھ وَنہٕ
تھاوِ مزہٕ سہل کرِتھ تہٕ کتھن تھاوِ مزہٕ زیو اُنتھ
یدوے سہ معشوق وَنہٕ کیس تہٕ برونٹھ کنہٕ آسہ
ہیٚم ، بہٕ وَنہٕ ہس — ادہٕ ییہ ہا قیامت جذبن
زلہٕ ییٚنہٕ پتہٕ اگر قیامتھ ییہ تہٕ تو تہٕ تگن تس برونٹھ
کنہٕ فری یاد کرِنی ، ییٚمہ اُسر پادہ کرِی۔ یہ گوٚلاب
روے تہٕ تہٕ بہٕ آمیک عاشق تہٕ۔

سنتوش



# خولہٕ خط

## اختر محی الدین

خولہٕ خط:۔ تماکرٕ رابہٕ ہیوٗ رنگ۔ ژٲگہٕ بٔجل چھُ کلس مشٕقت مس۔ ہلیلہٕ ہش اُچھ۔ کاشُر شرٛاکہٕ پیٚچ ہش نس۔ چرٛ یوٗد چونٹ۔ ہٹلہٕ آپہٕ گونتر۔ راتھی سِتنرٕ ماجہٕ ہندٕ ونہٕ موجوٗب تماکی پٕھٹچہٕ ہشہٕ گٔلہٕ۔ اسنہٕ ورزٕ چونٹ تیوٗ تہٕ ژرٛ ان پیٚزاہ اُچھ وٹنہٕ یِنس۔ ٹھف ٹھف موٗٹرٕ آواز ہیوٗ اُسُن۔ سوٗٹھ بوٗٹھ تہٕ ٹاسے لاگِتھ ژٕ دوٗنٛد بٔرٕ ہیوٗ باسان۔ بندگلہٕ کوٹھ تہٕ قراقُلی ٹوپی ورتھ ٹھیکہٕ دار ہیوٗ۔ تُش اَرٕٹہٕ تہٕ پتلوٗنس منز بلایہٕ اویزان رامہٕ گرٕن ہیوٗ۔ ژٕ وُہن پہرن زانہٕ خوداہ کٔمن دبارٕن اتو نٔچہٕ ٹینڈبن پیٹھ گٔنز رادان آسان۔ دوٗرِ باسان گٔھیہٕ کھیوٗمت کاشُر قُلف ہیوٗ۔

تتٕنگو گَل:۔ تاریخہٕ پٲدایش۔ ۱۷ اپریل ۱۹۲۸ء

جایہٕ پٲدایش۔ بٹہٕ مالیوٗن تحصیل بڈگام ( ازکل تحصیل خاص)

مالِس ماجہٕ ہُند دیُت نٲو۔ محی الدین وانی ولد عبدالکبیر وانی۔ پنٛنہِ ذٲژ ہٕندِ سِتنرٕ سِتر ژکارٕ سیتی کیٚٹھ الگ کٔڈنہِ تہٕ گٔژھہٕ ہیوٗر بیٚنمی نمبلہٕ منز آبہٕ برنہٕ کرنی۔ تمہٕ بدل اختر ناو ژٕ دِیہٕ ہٕن لاگنی۔ یہ سورُے زمانہٕ روبہٕ داب تراونہٕ خاطرٕ کرٕن مگر تمو توتہٕ دٔپ فی، کرِتھ آلو کڈُن۔

لوٗٹ:۔ ژٕ دٕیان اختر بہٕ اوسُس لوکٕٹ ماصوٗم شُر وری دٕیہ جناب شیخ محمد عبداللہ آو بٹہٕ مالیوٗن چندہ سعہ مبرا ونہٕ۔ سون تہٕ آو۔ ماجہٕ پہٕ کٔنیٚژھا چندس اوس تہٕ تھوون پیش کٔش۔ کنو منٛزٕ ورٕژٕنس کنواجہ تام کٔڈِتھ۔ اتھ ساری سے بدلہٕ ڈالہٕ نووُن میٚنہٕ مجلِس اتھ۔ دٕیان اختر دِلس گوم۔ وٕہر میٚنہ تہٕ آسہ سیٚھے

یٖژھے ہیوٚ مول)

تألیم:- ینٛہِنس کتابن، چاندمارہ منٛز سگریٹ زالنہٕ چھینہٕ تہٕ لکہٕ ہنٛزن کتابن، اُچھن منٛتھت، نسہٕ سیتہٕ مُشک ہیتھ ہیتھ تہٕ آسہٕ سیتہٕ لیڈیلیڈر بی اے پاس کرُن۔

دین وایمان:- ہالی میراثہٕ کنہٕ اہلِ حدیث ۱۹۴۷ اس برونہہ پیٚٹھے ذہہنس ترقی پسندی ہنٛز ریگ مارکرٕنہٕ تہٕ مذہبک زنگ ژٹُن۔ کلچرل فرنٹ تہٕ کلچرل کانگریس کین دوہن اکی ساتہٕ ذہہنس دِلس تہٕ دِماغس زوٚب دِتھ اِستری کرٕنہٕ۔ ترقی پسندی ہنٛزہ ہیرہ ژولِہ یہٕ کمیونسٹ بنُن تہٕ ہالس صُبح دشام بکھرٕنہٕ۔ ہالسنہٕ شِشترٕ وگرہ سیتہٕ آخرس تل دِگنہٕ یقین محکم، عمل پیہم، فاتحِ عالم یہ نایاب نُسخہ مدِ نظر تھٔوتھ اکھ پیٹھ بیتھ یا چُھٹہٕ عمل کرٕنہٕ۔ پانٛژہ وقتہٕ نِماز یہ پرنہٕ نہ تہٕ پتہٕ ہالس پادشاہ وبیلن منٛز مارکسی فلسفہٕ نکرہ تارہ نیتھ دوہ تل بچھ کرِہ نہ۔ ہالسند دوہ پتہٕ دوہ یہ کٹر مذہبی بنُن تہٕ اخترُن سیٛٹھ دانہ کین ژاپہٕ باجین نسہٕ کنہٕ کمیونزم پاس کرُنہٕ تہٕ مول پہ ندن تل کرُن

مُسہ خانی:- اکھ وُہری بے عشقہ ہانٛزنی

آلِ ہیوہ ہند امی دوہ یہ پیٚٹھ نیتھو سندہ خاندرُک بوٚ ندبس کرُن۔ دار دور زنانہ وُچھتھ اختیارُن ژُکو نجل ہُکس بیبہ اکھ داہ کوٚ کٕنہٕ تہٕ پینٛز کنزگول ہُتھ بناوُن۔ ہُری وانس منٛز اکھ اکس پیٚٹھ تندلہ نیٚتھ وارِین ہندی پاٹھی منٛزن ہنٛز تندل لاگنہٕ۔ آشنہٕ ہُند دوہ یہ پتہٕ دوہ یہ توٚلن تہٕ اخترون پھوکہ بالہٕ ہندی پاٹھی ژمٹھن۔ پانس اپزے جگری زود لاگتھ ژُدرہ بچہ ہنٛزہ ہوٹن جایہ طلاق دِین تہٕ تمن پوٚتس زنانہ ہمنس چھر لاگنی۔ ژُدرہ بچہ تھٔو چاسے تہٕ شاہس ژُھٹوس چاڑنہٕ سینمُا پاس اُنتھ زنانہ بوکسس منٛز ہیہنا دِتھ فِلم ہاوُنہٕ۔ فلم موکلتھ زنانہ یہ دوٚنتھ دوبہ جواب کرُن زِ اکھی جایہ بہتھ اوس مہاراج صاب رایہ ہیتھ سیتہٕ فلم وُچھان۔ زنانہ ہند منٛز وتہٕ جدلہ لاگن

"اکھ جایہ فِلم وُچھنس آسن وارہ روپیہ لجمٕزو؟"

"نہ۔ اَسہ اوس پاس"

"گو نامُفت وُچھ۔ میٛتہٕ زوٚب اسی کیاژہ بیہناوِکہ سارے نہ پتھ کُن۔ نتہٕ کیاہ ساری سے

آسہ برونہہ کنہ بہتھ۔"

شُرون ڈُل بیاری کرتھ آشنیو ڈل سائلس رٔنج۔ نہرو پارکہ ہوٹلس کھارتھ تہ چاے منگناوٕن۔ زنانہٕ ہُند کیک پیسٹری کھیتھ زیوہٕ ٹاس کڈتھ پیٹھ چایہ اَکھ دام چیتھ ٹھوٗ ٹھوٗ کرُن

"اَتھ پتہٕ ذوچھ ہیٚنہٕ کیاہ گوٚ زٕ سیٚتہ رٔتھ قہوہ آسُن۔"

زنانہٕ ٹیگور ہال ہندوستانی کلاسیکل ڈانس وُچھنہٕ باپتھ کھارونس۔ زنانہٕ ہُند بورگرٕ صٕتھ انٹرس کھوٚتہ نکلتھ دِنہٕ۔ "ہیم گیٔ نفسیچ ساٚنگ۔ ووہ تہ اَمہ کھوٚتہ وُچھو نمایشہ ہندی وان۔"

زنانہٕ واجہ سان اَتھ پیٹھ تھاوِتھ، پانہٕ زنانہ ناولہ پیٹھ لیکھتھ، تمن پیٹھ عشقِ مجازی ہُند مسمریزم کماوُن۔ زنانہٕ ہُند پہ سٔر نچتھ پانس تسلاہ کرُن۔ "اد کیاہ اُدرہٕ زچہ نشہٕ ووٗزم ٹھُف نتہ اوسُم دوہ ہتن حساب تھاوُن تہ اَمس نیچو تیار کرتھ دِین۔"

ووہ تل پُجہ: ۱۹۴۳ نیشنل کانفرنس سوپورہ کس

اجلاسس منز کمیونسٹ اخبار "قومی جنگ" کُنُن۔ صبح پیٹھ شام تام اَکھ خریدار چھاڈتھ دوٚنہ ہُند اخبار پونڈس کُنُن۔ صبح شام کمیونزم کین ڈاکٹرن اَتھ ترقی پسندی ہندِ کیلشم انجکشن بروٗناوٕنہٕ فرصت کس دکھنس منز اُردوٗ افسانہٕ لیکھنہٕ۔ "پونڈروچ" اُردوٗ افسانہ لیکھتھ کُل ہند مقابلس منز بینامہ حاصل کرُن۔ ۱۹۵۰ء منز گوہ ڈنیک کاشُر افسانہ "زندہٕ دزُن" لیکھُن۔

کلچرل کانفرنس کین ستہ ہین دوہن "راہی" مُسلم کمیونسٹ پارٹی ہُند ہنز پاڈی ممبر بنُن۔ اخترن منشوارک ڈرافٹ لیکھُن تہ کامِلس کُن پلہٕ ناوُن کامِلُن پہ دنتھ۔ "یہ چھُ زنانہٕ ووقمت پیٹھ ساری دستخط کرن تہٕ ہٕہ کری زہ ژٕ تہ دستخط"۔ راہی لس کُن ریلہٕ ناوُن۔ راہی پن پہ منشور برونہہ کنہٕ تھاوتھ ووٚدن دان لاگُن۔ اختر، کامِل، راہی، فراق سارِنی ہُندا اکری تالہٕ تہٕ لیہ منز ووٚدن ژُنگہٕ تہٕ کز کرہٕ دِنہٕ — "ہا خوہ دا ابو جیل ہاتن، شرع باژلہ مران فاقے"

تحصیل ووہ مُل انبارس پیٹھ شالی سٹاک سپیشل ٹہرو ایڈ رشنہ گرُھت۔ سارِنی ترقی پسندن ہندہ ادروٗن بہتھ اسمبلی منز سیُدن۔ اسمبلی

منز یوکل الیکشن کمشنرشند اپروف سٹینو بنن زِنکیا رِہ
اخترمس اوس نہ ٹائپ ژگانی کرُن) بخشی صابس برونٹھ
کنہ کنہ پگہ کرِتھ کلچرل اکیڈیمی زنگہ لد نہ سٹینو بیٹھ
سیدُے ڈکشنری ہُند اِیڈیٹر بنن۔سُہ شرِ ڈکشنری
بیرِہ وونی ناد کرنہ کس سلسلس منز چیف ایڈیٹر
بنونکی دِل خاب وُچھنی ——— چھیکرس سُہ شرِہ
ڈکشنری پھکہ ناوتھ تُلتھ فیلڈ سروے آرگنائیزیشن
محکمس منز کاشُر اخبار دچمنس ایڈیٹرشن۔معاوِن
ایڈیٹر الحاج فاضل صاب کاتب بناوُن۔اخبار چمنس
منز کانگریسی پروپگنڈا بدلہ بنیہ افسانہ چھاپنی،
چھیکرس اخبارس وگوِ وَٹہ ناوُن تہ باندُن ہُند زیٹھ
بنُن۔محکمہ کہ طرفہ محفلِ مشاعرہ کرُن۔

حیدرآباد، میسور، کیرالا ادبی کانفرنسن منز
شیرِک کتھ کرنہ باپتھ پیٹھ دل سفر کرُن۔ وَنہ وَتہ
پڑاوِ پڑاوِ دوستن یارن ناٹِہ بصتہ کھیتھ سفر
خرچ معہ عجیب خرچ نگہ ہینُن۔ نکہ بنیہ ژادرِ بستر
تہ پلو کھینتھ بوتل چھینٹہِ۔ نازکی صابس جوم ہنگہو ادہ
کرُن۔ تتہ مکانہ کرلے، لوہ لنگرک خرچ ہیتھ
بانو پُراھو سندی پاٹھی شاہ گیھون۔ علی محمد لون
اخترمس وفاد بود نادِہ تہ خاطرہ سال کرُن۔ اخترُد

دوستی آکھ دربن افسانہ بوزہ ناوِنی تہ کھیتہ چیتھ
سلا مالیکم کرِتھ گرِہ کُن پھِدرِ دیُن۔

نیبرِ انگریزی کھانہ ہمنز آل گژھتھ گرِہ تہ
انگریزی کھانہ رنہ ناوُن۔ سوپ، سوتہ سبزی تہ
سلاد، شری بارُکیا وِتھ تمن اَمہ کھانکی تاریف
کرِی کرِی نیندر پاونی۔ یہ کھین کھیتھ زنانہ ہُند
بستری گژھن۔ صبحس وقت شرِی ہِندی بتھو
دُچھتھ بتھ بتھ دِنی۔ "ماخوذ ایوم چھا بیانی شری
کِنہ نالہ بیچہ۔ آکس میتکس ہنگ ہی پیچھر دزارتھو
بینس گلو ہنتھ آکس بتھن داہ بتھو گانتی۔ آکس
لیگہ سیتی تارِن ذاتھ گومُت بیئیس زنگن زربن کود
گومُت۔ اخترُن آمی ساتہ لوِہ کدلہ فلٹ تاگہ گرتھ
بتہ مالیُن اُستان کھستھ تتہ انگریزی کھانہ نگہینک
قسم کرُن

پریم ناتھ درصابس سال گئہ نخ بنیہ گگہ ہُند
کنہ ہش ناول بوزہ ناونی۔ تہ سیتی تاریف
کرِہ تادِ تہ مسودس سیتی شکر کرنی۔ ۱۹۵۸ منز
ساہتیہ اکاڈمی ہنامہ نتھ، ستنتوشس نش دِلہ
منز یہ اقرار کرُن زِہ میہ چھنہ وُنہ تہ خبر زِ افسانہ
کیاہ گو تہ ٹیکنک اُد سلوب کتھ چھو نان۔ "آدم

چھُ عجیب ذاتھ، ژھ، آپَن ہور جنگ، ہوئی افسانہٕ لیکھتھ، اُڈبِین، اوب نوازن تہٕ ناقدن نِشہِ خراجِ تحسین حٲصِل کٔرِن۔ ساہتیہ اکادمی ینامہ گیہِ پُلنسَن مکانہٕ بناوِتھ اَلِس نِشہِ بیون نیرن۔

ادبی سوچھ:۔ ست سنگر' افسانن ہند مجموعہ چھپاوِتھ ساہتیہ اکادمی ینامہ حٲصِل کٔرِن۔ 'دود دگ' ناول لیکھتھ پروفیسر جے لال، کول تہٕ پریم ناتھ درصاب زبردستی اَتھ کیتھ پیٹھ تصدیق کرِ ناولہٕ زِ یہ چھ بہترین ناول۔ "سونزل" دوییم افسانن ہند مجموعہ چھپاوِتھ، پانسی پانمے افسانہٕ لیکھنس منز ووستاد آسنک خطاب دِیُتھ۔ تھرڈ کلاس۔ ریڈیو تہٕ سٹیج ڈراما لیکھتھ نسرِ کٔرِ زہ چھکن۔

لیکھت:۔ پننہٕ پزِ ہتھ کتابہٕ ہند نادمس اچھر سیتی شورُوع کٔرِن۔ شُلَی ست سنگر۔ سونزل زیرِ طبع مجموعہ۔ سونژل، سو نزوار، سنز دود، سماوار، سنز ژ ذر، سونہ گوبر' تہٕ نولابگ سونہ چھچھر بیترہ۔

بقولِ امین کامل چھکن افسانہٕ نادکر۔

نادم صابنہٕ انٹرویو چ باقے ہن:۔

قٲفیس منز استعمال آمتھ چھ کرنہٕ تمہ اندازہ بییکہ ہے پزنہ بییہ کانہہ تہٕ حوالہ (allusion) غزلکین یِمَن مصرن ہمہ گیر بناوِتھ۔ موضوع کیز تہ چھ یہ غزل سبھاہ لۆو۔ ردیف چھ شاعرس اَگ کڈِتھ شتھ نکہ ادسا تس سیتی شامل کران۔ تِس وقتہ چھ بیس کھ ترایہ بدن چھ کوزمت تہ تِس زندگی ہند سُپھر سرکشی گوٚن چھ پکناوان۔ یہ وارِاگ چھ نہ فراڈک وارِاگ بلکہ چھ دُراک، تِس حساب ہینس پیٹھ آمادہ چھ گوٚمت امہ علاوہ چھ غزل رِوایتی قدرن ہندی پوتلی پھیرنس پیٹھ آمادہ کران۔ حالانکہ غزل چھ "پیہ کیاہس پیٹھ" "گرِیہ" پہ کیاہ" چھ تہٕ تِس جابرو نقش بیون خیال اُنہٕ منز ہینس پیٹھ مجبور کرِہ۔

ع حرام چھکھ اگر ہے قبرہ نیانہ پیدر تھون
پہ سینہ گے تہ زن بیم میانہ شامِ مہہ کیا؟

یہ چھنہ محض منز احتجاج تِس شاعر پنہ تِس بدن کنہ ہیس کران چھ۔ بلکہ یہ چھ ایکساٹنگ منہ شدید مطابقہ تِس شاعرہ سند جذبہ بنہ در شمشیر بانہٕ ناوان چھ۔